# NATAK TRUCHE

## Three Kashmiri Plays

By

**MOTI LAL KEMMU**



ZAINDAR MOHALLA
SRINAGAR KASHMIR

اشاعت : ١٩٨٥ء

ناشِر : موتی لال کیمو

پریس : [illegible]

تعداد : ۵۰۰

مول : وُہ روپیہ



" بہٕ چھُس جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد سیٹھاہ مشکور یِمو شٕے
یہ ناٹک ترُچ چھاپنہٕ خاطرٕ مالی امداد دیُت۔ یِمہ کِتابہ ہُنٛد کانٛہہ تہٕ حصہ یا
کانٛہہ تہٕ ڈراما گژھہ نہٕ ڈراما نِگارس سٕنٛدِ اجازتہٕ ورٲے کٲنٛسہ محفلہٕ منٛز پرنہٕ یُن
یا ریہرسل سپدُن، سٹیج سپدُن، ترجمہ سپدُن یا فلماوُنہٕ یُن۔ "

موتی لال کیمو

## کردار :

ماگُن

گُپالہ

دربٲری

ژھوٚپہ وزیر - اکھ

بۄڈ وزیر

رانہِ

ژھوٚپہ وزیر - ژٕ

دازٕ ریٚنز - اکھ

رازٕ ریٚنز - ژٕ

عَلم بردار (۱)

عَلم بردار (۲)

عَلم بردار (۳)

کینٛہہ سٹیج ورکر. میک اپ وول.

اوڈٕ بیٚشٹھ لۄکھ

تہٕ

وانہٕ گرزِن تہٕ رپنٛچھٕ گرٕوُن چھُنڈ کورس

(ماگُن اَژان نژان تژان رنگس)

ماگُن۔ گامہ گامہ پھیپرتھ ہے شہر بایہ اوٗنمُت مےٗ نوٗ لُکہ پأتھر۔
ہے اوٗنمُت مےٗ نوٗ لُکہ پأتھر۔

(گُپأ لی اژان نژان رنگس)

گُپأ لی۔ ہیٚمہ وَتہ نیبرتھ ہیٚمہ وَتہ پھیپرتھ چھُم اوٗنمُت عجب تماشا۔
ہے اوٗنمُت عجب تماشا۔

ماگُن۔ اچھا! یہ لُکہ پأٹھر چھُہ مےٗ اوٗنمُت!

گُپأ لی۔ گژھہ گژھہ! یہ عجیب تماشہ چھُم مےٗ لُکن ہاوُن کیٚتہ اوٗنمُت۔

ماگُن۔ یہ چھُہ غلط! یہٗ چھُس ماگُن۔ باندن ہُند زیٚٹھ۔ پأتھر چھُس
بیٚہ چاران۔

گُپأ لی۔ اوٗں! بیٚیہ چھُکھ وارے۔ مےٗ کیٚہ وُمر گُپأ لی بنیتھ لُکن مَن
رنجنہ ناوان۔ تہ ژٕ چھِہم وونہ ماگُن۔ ہُنہہ! پھیٚٹہ وانگُن!

ماگُن۔ افسوس! تلے دم کرا میانہ سأری شوہرتھ گژھہ کھولہ۔ تلے وَنیٚہ توہہ
لُکن اَسہ کیٚتہ پیٚھٹہ چھہ آمِتہ۔ کیٚاہ ہیٚتھ چھہ آمِتہ۔

گُپأ لی۔ بوزیو لُکو کن دِتھ وارہ۔ یوٗچ کتھ چھےٚ گیٚہ وونہ تارہ۔ دیپیو مےٗ
دِلن توٗ پأتھر چارہ۔ وارے۔ مگر ———

ماگُن۔ مگر کیا سنا؟

گُپأ لی۔ بلی زیٚنہ پیٚچھہ زالکھ تتہ پیٚچھہ ووتے خالصہ ڈول وایان تہ لُکو
دوپُکھ ڈول والا یانے ڈلوال۔ وونہ آو عوامی راج تہ بنیوہم ماگُن ——

ہشہ ماگٕن۔ دوہ ہے کوٗرٕ بتہٕ ژانین پٲتھرن للہٕ کھوٚل تہٕ دٕژِتہ مُجرٲئی
زانہہ آکھہ نوٚو پٲتھر ہاوتہٕ پوٗرٕ تیبا اَزی سان؟
ماگٕن۔ کہتہٕ بی زٕبہِ نِکھ!! تِلے زٕھوٚپہٕ راو۔ ونتہٕ نوٚہن لوٗکن۔
گیٛالہٕ۔ مہربانی۔
ماگٕن۔ قدرزانن زٕ اُسی کٕس پٲتھر ہاوٕو۔
گیٛالہٕ۔ موٚنجھہ لفظن مَنٛز تارتہٕ ییمن فِکرِ زٕ اُسو چھہ پٲتھر بَس تہٕ لوکن
مَنٛز باگ روزتہٕ گاہ چھنہٕ۔
ماگٕن۔ ہتِے مَنٛز باگ اوس روزٕگ گومُت پَردٕ پشتہٕ دوٗ بتہٕ۔
گیٛالہٕ۔ کیاہ! پَردٕ دوٗ بتھ؟ کمِن؟
ماگٕن۔ اَسہٕ شوٗھن۔
گیٛالہٕ۔ (اَچھہ تُرکراوِتہٕ) کیاہ؟
ماگٕن۔ ناسے۔ ناسے۔ ییمن گٕکن دوٗ بتہٕ پَردٕ۔
دوہ شوے۔ (لَیہ مَنٛز گیوان تہٕ نژان)
پَردٕ کَرن والہٕ ہیم ییم آسان تیم روزان رنگہٕ محفلہٕ دوٗر۔ لوکہٕ رنگس
دیوانہٕ گَرٕھن ییم تیم آسان اَسہٕ ہیوی مجبوٗر۔ تیم آسان اَسہٕ ہیوی مجبوٗر۔
تیم آسان اَسہٕ ہیوی مجبوٗر۔
گیٛالہٕ۔ ہے ہے ہے ہے ــــــ ہے لوکو
ماگٕن۔ ہے ہے ہے ہے ــــــ ہے خلقو
دوہ شوے۔ ییمہٕ لکہٕ پٲتھرِچ کہتہٕ چھےٚ بجیبہٕ۔ رازٕ اکھ اوس ناو دار اصلی

کولیہ زِ پسے ہُنیہ آسَس۔ ترِ اٹّے ہہتھ تہٕ شیٖٹھ قسم وار۔ ترِ اٹّے ہہتھ
تہٕ شیٖٹھ قسم وار۔ ترِ اٹّے ہہتھ تہٕ شیٖٹھ قسم وار۔

ماگُن۔ راز ہٲنزِ ییٚلہِ وُچھن چال ڈال۔ ہُ کھ گژھن نہال۔ ساری سییے
ؤرِ یِس مٔنز ا کہ لِنٛہ خاٚلِص ہاوان پنُن کمال۔ بس چھُس اَکھ وچ
کنہٕ چھُس زاوُچ۔ ییمہ چھُس خنجر۔ تال چھس ہنجر۔ کامہ دِوہٕ تی زن
جامہ چھس نالی۔ لکہٕ پانہ چھس کرتہٕ ہتہ آلی۔

گپٲلی۔ (ترِ کھ سان) گژھ گژھ گژھ۔ راز سِندی چھکھ کران ییتھ
تٲریف! راز ہٲنز شان چھےٚ تس سیتی سیتی روز پیٚنہ نہٕ راز ریٖتہ
ییمہ تس ژھاین تہٕ گرایِن چھےٚ سیتی۔ تمہ چھس تھٔنٛ پانٛ کھٹو
کنہٕ کران ییتھ پانٛ کھٹو پمپوشَنٛ مٔنز جوراہ کنہٕ کرن۔

ماگُن۔ ہتےٚ گپٲلی۔ اَیی تپٲلی دم کری! یِتھےٚ دژ پتھ غلط تشبی
گو نہ ماتن بُزُ فہم کنہٕ کرِ پتھ یہ گرِ پیٚی کنہٕ۔ وُچھ ییتھ پانٛ کھٹو گژھ وُنُن۔

گپٲلی۔ اوہ۔ وۄنی ناوِ ییچھ ناوِ ہام۔

ماگُن۔ (وَنہٕ وان) شُنُو یہ وُنہٕ لویہ وِنہٕ دانہ ریٖتہ جوراہ
مازِس پتھ وِز سیتی آسان
شمہٕ ہِس پتھ ہتہ پو میٚد کنہٕ کرِ
دانہ ریٖتہ رازس پتہ لاران

(نگار وایان وایان لوکو مٔنزی درباری یوان تہٕ رنگس مٔنز اژان)

درباری۔ ہوشاہ! خبردار!! پتھ اکس شہرس تہٕ کامہ کیس بسکینس

چھُہ وَنہٕ یِوان زِ اَدٕ ڈھنگوٚ دیشہٕ رکس بیڈ ھنگوٚ رازٕ سٕنٛدِ حُکمہٕ
مُطابِق سَپد از یِمِنہٕ اَکھ جشن (ڈم۔ ڈم۔ ڈم) آ——
بیٚیہِ بوزِو۔ یُس کانٛہہ رازٕ سٕنٛدہِ درشن کرِ تٔمۍ آسہِ چھُن سُہ گژھُن
رازٕ رِیٚنیٚن نذر کرُن تہٕ میوٕ کِہ رنگ دار، خوشبودار پوشہٕ مالہ سیٚتھ
اَتھُن۔ تہٕ کیٚبارٕ ——

مالُن تہٕ گوپالہِ۔ چھیٚنہٕ اَکھ رازٕ سٕنٛد درشن مُشکل۔

رازٕ رِیٚنہٕ مالہِ چھِ پوشہٕ مالن۔ یِہنٛز رازٕ ریٚنہٕ مالہِ چھِ پوشہٕ مالن
دربارس۔ خاموش! بیٚیہِ بوزِو۔ عمارتھ آسہِ تَتھ یاوزار دِتھ۔ رَتہٕ پہٕ یوٚد روٗس چھیٚنہٕ
دوٚشوٚے پیکان۔ لہٰذا بوزِو دیان دِتھ۔ رازٕ سٕنٛد جشن وُچھنہٕ
میوٕ کہِ گژھ یِنُن سورُے سۄنہٕ زیور ہیٚتھ یُن۔ بوڈ بوڈ تہٕ ھتوٚد
ھتوٚد گِلہِ میوٕ ھٹہٕ تہٕ نذرانہٕ ہیٚتھ گژھ سارِنے ہُنٛد واتُن۔ ورنہٕ
چھیٚنہٕ ضبط تہٕ رسد بند۔

(ڈم۔ ڈم۔ ڈم۔ نیران)

مالُن۔ ہیٚنٛہ گوپالہِ۔ بوز ییٚتھ کیٚاہ دوٚن آمو دربارو۔ وَلِواَن یِنُن سورُے
سۄنہٕ زیور شُہ خفا ویور میٚتہٕ اندر دوٚہہ پراوِتھ۔ تتہٕ یِن سورُے۔
گوپالہِ۔ ہیٚتا گژھوٚ۔ جبرٕکُس چھیٚ یہ دربارس دربدر گومُت۔ یِیتہٕ چُھ ژاتو
ترٕکو سۄنہٕ زیورک جٔمع تہٕ وۄنۍ تراوِتھ۔ ییٚتھ تاَپیٹ اوُسکھ
کران آمس رازٕ سٕنٛدی۔ میٚون سۄنہٕ دیور بہٕ تہٕ گامہٕ کامہٕ چھیرِتھ
کرُس پروپگنڈا تہٕ یکدم ہمَن بدلاوِتھ۔ بیڈ نگہ نہٕ بدل بتاوُن

کوڈنگو رازہ۔ ژنٹے کیاہ بۆز مہٕ۔ اُسہٕ شوٗیہ کانٛہہ الھاہ تہٕ یاگو چِلہِ تہٕ۔

ماگُن۔ ہش ش ش۔ ژھعو پیٹہ کرٕ۔ پنٕنہٕ بس رازس متعلق چھینہٕ پڑھ
بدکلامی کران ـــ آـــــ

گپٕ ٹول۔ گزشتہ گزشتہ۔ جمہوریتس منٛز چھینہٕ زبان بندی آسان۔ بلکہ
ونہٕ نیچ تہٕ بوزٕنیچ آزادی آسان۔

ماگُن۔ اچھا؟

گپٕ ٹول۔ آـــ آـــ

دوٕ شوے۔ لۆکہٕ راجچہٕ آزادی پیٚٹھ    اُسو دوٕ شوٗیے دلواٗنے
پنٕنہٕ بس رازس وَنہٕ بازسے    غلطی گزھان انجانے
غلطی گزھان انجانے    غلطی گزھان انجانے

ماگُن۔ (نژان نژان) ہے ہے ہے ہے۔ ہے لۆکو

گپٕ ٹول۔ (نژان نژان) ہے ہے ہے ہے۔ ہے خلقو

ماگُن۔ از کرو یٚکتہ جاپہٕ دِو یاہ۔ رنگہٕ ماگلاہ۔ خرچو ہنٛتہٕ پۆد تہٕ زینونہٕ دوٚبڑ پاہ۔
ہے ہے ہے۔ ہے لۆکو۔

گپٕ ٹول۔ ہے ہے ہے ہے۔ ہے خلقو! ریٚشہٕ وارہٕ منٛزٕ رنگہٕ مندور منٛز
ہاوَن رُت جشناہ گنٛدر تہٕ سوٚہدر۔ لۆکن ہنٛدی فنکار۔ ہے خلقو۔

ماگُن۔ اَدٕ لۆکن ہنٛدی فنکار۔ تِمہٕ پی کمہٕ ڈیٕ وَنہٕتہٕ ژۆ ہاکھٹن فنن ہنٛدی
نادو؟

گپٕ ٹول۔ بہٕ زانہٕ تہٕ ژۆ ہاکھٹن۔ بہٕ زانہٕ نژُن، گیوٗن، وابُن تہٕ ناٹکھ

گژھُن۔ تکہ راجس چُھ ییمن قسمن ہیٚندِ خاطرٕ الگ دفتر آسان یم کأم چھہ کران تم تہٕ چھینی ہژابر چھہ زور زورٕ وایان۔

ماگُن۔ ہٚتّے بکہ واس کری بند۔ دفترچ کتھ سے کرٕ۔ ژٕ چھکھ گنسام ہیے چُھ یوٗری بچان۔ وٕلے ژٕ ژوٗرٕ روٗزٕ کتھ ہیٚے بوٗزو کیاہ وَنہٕ۔

(دوشوٗے اوٚسطرف روزان۔ دربأری نگارٕ وایان لیوان)

دربأری۔ ہوشاہ۔ خبردار۔ نوٚہ یہ مہذب لوکن بڑوٚ تہٕ کنہ ڈبارٕ ہینس میچھ چھنہٕ مسّے حد خوٗشی سپدان۔ مےٚ چھنّے وونہ میدِ زِ توٚہ سأری بوٗزِو اعلان نہایت غورٕ سان۔ (ڈم۔ ڈم۔ ڈم) پانژٕ واگی ہیلہٕ ژار قأیم تھاونہٕ موکھہ اڈ ناگ دیشکی بیدٕنگی رازن حکم جأری کوٚرمت۔ زیٚمس جشن از شامن ییتہٕ سپد تمیُک رسم افتتاح سپد تمس شخصس بیٚشد یوٗ اقوٚیُس بیچھہ ملکس منٛز ساریٚنے کھوتہٕ زیادٕ تجربہ کار ثابت سپدِ۔ ییٚمس شخصس نٛز ژأری سپدِ لوکن ہیٚنزِ عام مجلسہ منٛز۔ لہازا گژھن سارٕنے تجربہٕ کارن ہیٚند تشریف انُن۔

( نگارٕ وایان لوکو منٛز نیران )

ماگُن۔ گپ لی!

گپا لی۔ کیا سُنا!!

ماگُن۔ دوٚ پیٚے ہیٚے اَسہ دوہن منٛزٕ کُس چھہ زیادٕ تجربہ کار؟

گپ لی۔ اگر کُنہ طرفدأری بغأر چھکھ پنُن رائے اظہار کرٕنی، تیلہٕ چھس بہٕ

چاپہٕ کھوتہٕ زیادٕ تجربہ کار۔

ماگُن۔ الأسے! تہٕ کیتھ کٔنٛزٕ؟ بہٕ چھس ژٕ سٕے بروٗنٛہہ زامُت تہٕ بلکہ چھس مرد۔

گیٛالی۔ اوہو!! از کل چھُ زنانہٕ گُرڈٕژ یاسے لیڈیز فسٹ قونٛژان بوزتھ۔

ماگُن۔ مگر قونٛژان بنوو مردو تمہ سٕہ زنانن ہمیشہ دِل رٔچھنہٕ باپتھ۔

گیٛالی۔ کرٕ۔ کرٕ۔ زنانہ چھےٚ مردن ہیٚنہٕ کھوتہٕ تجربہ کار تہٕ کاٹھ۔

ماگُن۔ ژہٕ کٔنتھ۔ کر شوٗرو!

گیٛالی۔ ہے ہے ہے ہے۔ ہے غلط۔

ماگُن۔ ہے ہے ہے ہے۔ ہے لوکو۔

دوشوے۔ (لیہ منز گیوان) اسہ دُن گنڈوٗن زیشُل یہ ناٹکھ

گوٗ شوٗروٗ یہ ناٹکھ

ؤژھا طنز چھُ ؤژھا مزاح چھُ

رِوایتی ڈانٛگ مگر کتھا نوٗ

رِوایتی ڈانٛگ مگر کتھا نوٗ۔ رِوایتی ڈانٛگ مگر کتھا نوٗ

(سوزتہٕ سازچہ آواز پیٚوٹھ اکہ اکہ کِردار اژان۔ ماگُن تہٕ گیٛالی نٔژان نٔژان اکھ طرف روزان۔ گُرڈٕ اژان بوڈ وزیرا)

گیٛالی۔ دوٗ پیٚمے یہ کُس آو؟

ماگُن۔ یہ گوٚ بوڈ وزیر۔ یتھ زمانس منز بوڈ موٗہ ہنٛیو۔ وٚچھان چھکھنا امِس چھےٚ بُڈ گٔنڈٕ نالی یوٚمِس گنڈتھ۔

(راژٕ اَڑان ژا ٹھپاٹھس مٔژ پکان پکان۔ تسٕند کھورٕ ہے تیلو
پیوان پوژنہٕ۔ ساری ہیے رنٛگس پھیرٕ پتہٕ بیہان شہ ہیژٕ شیچھس
ستے مٔژ س)

گُپالو۔ اَمِس پتہٕ کُس چھہٕ ژا ٹھپاٹھس مٔژ۔

مالگُن۔ سون راژٕ۔

(راژس سیٛتؠ سیٛتؠ اژان زٕ ژھوٚپٕ وزیر)

مالگُن۔ وٕ چھہ ژا ٹھپانہٕ ٹھوٚکہ وُکھہ پٹھکرٕ تہٕ اَتھ دٔچھنہٕ کھوفٕر چھہ ژھوٚپٕ
وزیرٕ

(بُڈٕ وزیر ژاٹھپاٹھس گُکُف مُژران)

مالگُن۔ وٕ چھہ بُڈٕ وزیر چھہٕ ژاٹھپانس گُلُف مُژران۔

(بُڈٕ وزیر چھہ ژا ٹھپانس ٹھانہٕ تگان ٹھوٚد نہٕ وزل شو کھہ کپٕرژون
نیران۔ کپُرٕ ٹھان ٹھوٚد تہٕ راژٕ چھہٕ دو ٹھان ٹھوٚد۔ راژٕ چھہٕ نیران نیٛر
تہٕ بوزن سیٛنچھس واتھہ چھہٕ کران مُٹھ ژیژ زٕنتہٕ پھنہٕ بجر کس تہٕ غورٕ ژرک
اظہار کران)

مالگُن۔ وٕ چھہ اوزٕ دزاو راژٕ۔ وٕ چھہ کمہٕ غورٕ ژیٕ سان چھہٕ ٹھپکان۔ تُلہٕ تلہٕ یاد
میرٕ ژٕ روز ہٕچھتہ اندس تہٕ بٕہ روزٕ ییتھہ اندس لوٚب کُن تہٕ وٕ چھو کیا پھیٛر
دگپالی روزان سیٛچھکس اَکس اندس تہٕ مالگُن روزان بییس
اندس کُن۔ راژٕ چھہٕ ژا ٹھپانس نکھہ واتان۔ بُڈٕ وزیر چھہٕ تھٔد ٹھانہٕ
دِتھہ راژٕ سیٛتہ بیہنہٕ خاطرٕ جاے شیران۔ راژٕ بیہان زٕنتہٕ تھکس بیٛٹھ)

خانہ بُہس اُنس کرٕ ییٚنۍ پان ژٕ چھکھ خیرٕ ین تیٚتس کانٛسی
دِنہٕ پیٚتہٕ پتہٕ کانٛہہ ییٚتہٕ وہ بارس سٕنز با ادب وٕچھٕنۍ خامۄشی۔

(ساری وچھان یِتہٕ کتھ واز یٕنیٚن ہوان)

رازٕ۔ سیٹھاہ رُت۔ سیٹھاہ رُت۔ مُہنٛز (تُہنٛز گماشہٕ سان)
دِشہ راونۍ بوسے کوم بہٕ کرٕن اوس شیٚن رتۍ تیٚشہٕ رترا ادام تہٕ
شیٚپہٕ رٕبتو اوس خالص اکہٕ لنٛڑٕ اُنس منٛز بُہتہٕ ژٕ چھان تہٕ بۄچھ
—— یہٕ چھُس وری پیٚتہٕ وٕری خالص اکہٕ لنٛڑٕ یِتہٕ اُنس منٛز
پتٕ بُہتہٕ ژٕ چھان —— مُہنٛز —— کوتاہ لوکُٹ کوتاہ پیٚونت اوس
کوم بہٕ کرٕن —— بس یِتاہ —— پھیٚہہ پیٚنٛدِس ٹھۄلس برابر ——

(رازٕ وازٕ وازٕ اُنس نکھہٕ یِوان ژٕنتہٕ پتٕ
بُہتہٕ ژٕ چھان)

تہٕ یہٕ کوتاہ بوڑ چھُس۔ واہ! واہ!! عظیم چھُس۔ زیچھہٕ تٕر
کلہٕ دیکھ —— شیشہ کن —— تلہٕ کمہٕ کل داپہٕ اُچھ۔ مگر —— مگر
ژٕ کُس چھکھ؟

(رازٕ یِنہٕ ژٕھا پہٕ سیٹھو کنہٕ کران)

ژٕ ہسا کُس؟ ژٕ چھہٕ پیٚتہٕ کٔٹھ میہٕ ژٕ چھہٕ میٚے کٔن —— آ —— بہٕ بُہہ میہٕ
ترٕکراو —— یہٕ چھُنہٕ نہٕ کانٛہہ کھوژان —— یوزٕ چھہٕ؟ مگر ژٕ
کیاہ چھکھ وَنان؟ ژٕ کیا زٕ میٚے نقل کران؟ میانے ہشہٕ
حرکژٕ کران —— یہٕ چھُنے نہٕ کھوژٕ بڑٕ —— یہٕ چھُس جوان ——

وُستہٕ دار اِرادٕ کو پٲٹھو اکو سے جایہ قٲیم — آ — جل ون ژٕ کٕس چھکھ — وَن ؟؟؟

(اَکھ رازٕ ریٚنز دوہ تھان تہٕ لوتہٕ پٲٹھو پنُن لولہ بوٗرُت اَتھٕ اکس پیٚنٛکِس پیٚٹھ تھاوان)

رازٕ ریٚنز (دا) (لولہٕ سات) مہاراج !!

رازٕ - اَلئے !!! یہ کیاہ ؟ میٲنٛز رازٕ ریٚنز چھا ہمِس شخصس موٚحبت کران ؟ اَمو سِنٛدِس پیٚنٛکِس پیٚٹھ پنُن لولہٕ بوٗرُت اَتھٕ تھاوان۔

(رازٕ پنُن اَکھ اَتھٕ راز ریٚنہِ ہنٛدِس اَتھس پیٚٹھ تھاوان)

رازٕ - اَلئے !! اَمو کوٗرا رازٕ ریٚنہِ ہنٛدِس اَتھس پیٚٹھ پنُن اَتھہٕ تھاونُک جُرأتھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ برداشت کٔرِتھ۔ میانہِ زِندٕ زُوٕ منٛز بُرٛونٛہہ کنہٕ کریا کانٛہہ میانہِ رازٕ ریٚنہِ سیٚتو عشوق۔ خبردار ! یہ اَتھٕ ژٕلاو بوٗن۔ ورنہٕ ژٕ لادٕ تھہٕ بہٕ پھیٚرِتھ۔ آ — قاوُد کٔرِتھ۔ بہٕ چھُسے پیٚمہٕ دیشُک

رازٕ۔ ژٕ کٕس چھکھ ؟ وَن ؟ ——— اے بڈٕ وزیر ! یہ شخص چھُہ میانہِ زنانہِ سیٚتو عشق کران۔ تمہِ سِنٛدِس اَتھس پیٚٹھ لولہٕ بوٗرُت اَتھٕ تھاوان۔ یہ چھے سازش۔ گہرٕ سازش۔

(رازٕ ریٚنز دا، گرٛدھان پتھ)

جلیٚنٛی ساری۔ (زٕنتہٕ ہُشار سپدِتھ) مہاراج کیٚتہٕ -

اَتھ پۄدس ژھایہ چھُ میک اپ وول اَژان۔
یم چھہ پۄدس ژھایہ راژس میک اپ بدلاوان۔

بوڈ وزیر۔ میانیو دربارہ کیٚن ژھۄکۍ وزیرو۔ کوٚژ کیتھ چھہ اَسہ ماتمک مُقام۔ لہٰذا چھہ محلہٕ خانس تہٕ حرم خانس منز کنہٕ وٕنہٕ مشابہٕ تہٕ ژاشنگ ژھیوراونہٕ آمت۔ ییتہٕ چھُ اعلان آمُت کرنہٕ زِ سڑکن پیٹھ پکُن واجنہٕ کارِ، موٹرِ تہٕ بَسہٕ گژھن نہٕ کُنہٕ قیمتہٕ گاش زالُن۔ سارِنٕے مدرسن چھےٚ چھُٹی آمٕژ دِنہٕ۔ یِمنہٕ ورسٕچی آیہٕ اَکھ دوہ بڑو نیٚچھے بند کرنہٕ۔ ماتم گژھہ اَتھ کدس تام یُن مناونہٕ زِ دوہ وُژھو تام گژھن نہٕ گاوٕن ہُند دود چیوٚن۔ لہٰذا چھُ منوٕرژوری زِ اُسو کرو اَکھ ماتمی قرارداد پاس۔

(اَکھ ژھوٚچہ وزیر اَتھ تال دِوان وۄنہِ اَژان تریٚے قلم بردار۔ اَکھ بُڈ رجسٹر ہیتھ۔ وۄیُم اُوِتھ۔ بیاکھ بوڈ قلمدان تہٕ قلم ہیتھ۔ تمہ ترٛیشوی وادِ ج ہیتھ)

قلم بردار ۱: جناب ماتمی رجسٹر چھہ حاضر۔

قلم بردار ۲: سرکار۔ قلمدان چھُ حاضر۔

(بوڈ وزیر قلم تُلتھ رجسٹرس پیٹھ لیکھُن تہٕ وادچہ وول ییمن سارِنے داو کران۔ زِ راز رِینہٕ ترژھ حرکتہٕ کران زنتہ چھےٚ ساز

کران تہٕ پان پأراوان )

بوٚڈ وزیر۔ اَز یُس یہِتھ ماتمی دوہَس پیٹھ بیٚیلہٕ ساگٔنی راز کانٛہہ اطلاع تہٕ نوٚٹس دِتھ ورایے بے ہوش سپدیٚو تہٕ موٗدی یمٚیُک شاید حرم خانُک یہٕ آدم قد اَتہٕ چھُہٕ، چھِہ اَسی ماننہٕ کِنس سوٚد رس منٛز چھٚٹھٕتھ یہٕ اعلان کران زِ ساری سے ملکس منٛز پیہِ تو تام ماتم مناونہٕ یوٚت تام نہٕ توٚہۍ پتھ ہُنٛد راز پٔیتہٕ لگتہٕ۔ بیٚیی چھُس یہٕ اکھ سب کمیٹی مقرر کران یوس یہٕ تحقیق کرِ زِ راز کیاز سپُد بغاًر اطلاع فوت۔ امہِ سب کمیٹی ہنٛدی ممبر بنن ژٕ وزیر مگر پریذیڈنٹ یا نے زِ بیٚہتھ.......

دوٚیِمؠ شوٗرے ژھوٚپٕی وزیر۔ گژھو توٚہۍ آسِو۔

بوٚڈ وزیر۔ منظور۔

ژھوٚپٕی وزیر۔ منظور

بوٚڈ وزیر۔ کرِو تیٚیلہٕ پنٕنؠ دستخط۔

( ساری قلم ہٕلان تہٕ رجسٹرس پیٹھ کران دستخط)

بوٚڈ وزیر۔ تہٕ تارٕیخ اَزیُک۔

(ساری قلم ژٕھٹھ رٕکھ تراوان تہٕ عَلم بردار ساری نیران راز ہٕنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ کرٕ گُہ دوان۔ پردہٕ ہٕہِ پیٹھ ریٚچ ورکہٕ نیران)

راز۔ ؛ ارمان تہٕ اجلاس۔

ژھوٚپ وزیر(۱)۔ یہ کِرٛزھ آواز ؟

راژ۔ وہی اُرمان۔

بوٚڈ وزیر۔ یہ کِرٛزھ آکاش وانی ؟

راژ۔ اُرمان۔ وہی ارمان !!

ژھوٚپ وزیر(۲)۔ یہ چھےٚ راژ سِنٛز آواز۔

بوٚڈ وزیر۔ مہاراج کمیٚتھ ؟

(ساری وزیر تہٕ راژ رینہٕ رازس اَندرٕ کھوٗ روزان۔ سہٕ ہیوان واپوار بہِتھ تمہٕ ہیتھ وَنان)

راژ۔ مُلکچہٕ زنانہٕ کرزھن یہٕ سار بِشکار کرزیہٕ۔ خاندان تہٕ دوٚیمین دوہن پیٚٹھ کرزھ ٹیکس لاگُن۔ ذَتہٕ ٹیدرس ٹیدرس پیٚٹھ کرزھ پلیس پہرٕ یہِ ہِٚتھن مَس کرزھ یہٕ کاٗشنہٕ ہُنٛد کاشُن۔ اِصلاح کرزھ یہٕ کاتُہہ کرن۔ ساری کرزھن وَنہٕ واٗسہ تہٕ یہی بنیتھ۔

(راژ بےٚ سوکھ کرزھان)

میٚثون مطلب چھُہ ــــــ اوہ گُنٛڈی !!! زخم یا۔ زخم !! چھوکھ میانہٕ من تَلہٕ ہیتین چھہٕ گُنٛڈی سِنے ہیتھ۔ ییم گنٛڈو۔ جبل گنٛڈو۔ بِٹہ ہیکہٕ نہٕ پیٚنہٕ من یاون پیٚٹھ وھہ دِنہٕ روٗزِتھ۔ گنٛڈو گُنٛڈی گنٛڈو۔

(راژ رینہٕ رازس کھوٗرٕ وُچھان۔ پوٗزا کران)

راژ ریٔتھ۔ مہاراج! تُہہ ہیٚر چھُٔنہٕ اَکھ کوٚنٛڈ تہٕ ستیومُت۔

راژ۔ اوہ! گٔنٛڈی۔ گنٛڈی۔ وٲلی وٲلی گٔنٛڈِو گنٛڈی۔

(راژ ریٔتہٕ اَکہٕ پٮ۪تہٕ اَکھ وَنان)

راژ ریٔتھ (۱)۔ راژ! چانہِ یاد چھِہ پمپوش ہوی۔

راژ ریٔتھ (۲)۔ راژ! چانہِ یاد چھِہ تارٕ جوش ہوی۔

راژ ریٔتھ (۱)۔ راژ! چانہِ یاد چھِہ پھمب ہوی نَرم۔

راژ ریٔتھ (۲)۔ راژ! چانہِ یاد چھِہ ہیٚٹرٕ زَن گَرم۔

راژ۔ اوہ گنٛڈی۔ گنٛڈی گٔنٛڈِو کھوٚرٕ ژوٚشرٕ۔ چھوکھ لاگو پٔٹھ۔

راژ ریٔتھ (۱)۔ راژ!! اَسہِ وٕنہِ پھیری چانہِ یاد پوٗژر لوٗکھِت۔

راژ ریٔتھ (۲)۔ راژ! رٔٹو لاگو پوزارٕ کھوٗ۔

(راژس پوزارٕ لاگان۔ راژ زَہتہٕ بڑلیومُت
صرف آوازٕ شُرٕ۔ تَس چھُہ میک اَپ تہٕ بدلیومُت
اَکہٕ طرفہٕ گوٗتُرٕ زٕھ چھےٚ سفید شیٖن ہِش)

راژ۔ آہ!! واہ۔ واہ!! ہیٚین۔ بٕ۔ بٕ۔۔۔

(بُڈس وزیرس کُن)

راژ۔ ہیٚین۔ ژٕ کُس چھُکھ؟

بۆڈ وزیر۔ سرکار! بٕ چھُس تُہُنٛد خادِم۔ بۆڈ وزیر۔۔۔

راژ۔ تہٕ بٕ کُس چھُس؟

بۆڈ وزیر۔ سرکار! ژٕ چھُکھ سون مأکیہ۔ اَن دانا۔ سون بب موریج۔ راژ

راژ۔ اچھا! بۆ کتہٕ اوسُس ؟

بۆڈ وزیر۔ (پانسے سیتی) کیاہ وَنس وونی۔ ژٕ اوسکھ سوۄرگہ واس
گومُت۔ (نشتو پۆٹھی) راژٕ!! ژٕ اوسکھ بیٹھے زولہ ہے نا کران
نیشدر۔ نیشدر۔

راژ۔ مےٚ تہٕ دوپ زِ بۆ کتہٕ اوسُس۔ مگر ہیم گنڈی کتہٕ تسنے پیہ مےٚ۔

بۆڈوزیر۔ راژٕ پتہٕ چھُ برِم۔ وہیم ژٕ آو۔ وٕ بِھتو رلوا بیٹھ پاڑو۔

راژ۔ آ — آ — وَن رلوا بیٹھ۔

(راژ ہاہوان ٹھوۄد وود تھن مگر ہکہ نہ ہیکان
وُبِھتھ۔)

بۆڈوزیر۔ راژٕ! ہیمن راژ رٔنین ہند آسرِ ہاسیتھ وٕ بِھتو ٹھوۄد تہٕ وُچھو
ہنٛز پان بیتھ اُنس شرنتہٕ کاروائی پکہ ناوُد برٔونہہ۔

(راژ دوون راژ رٔنین چھیکین نَل رٹتھ
ٹھوۄد وودھان)

راژ۔ ٹھیک چھُ! ما بٹھو راژ رٔنیو۔ پننہِ مےٚ کُنےٚ زوٚن ترآو۔
مےٚ چھینہ خبر بیتھ اُنس شرکُس چھُہ مےٚ ہیوٚ۔ اکھ مشر
چھُس نہ بۆ۔ بۆ چھُس بٔیون تہٕ یہ چھُہ بٔیون۔ زِ بٔیون ماہ ہیکن
اکھ اُسِتھ۔ بۆ چھُس راژٕ، یہ کُس چھُہ؟ اُمِس وُنُو یہ وَنہٕ
زورِ پیتن کیاہ چھُس وَنن؟

(راژ رٔنیہ چھکےٚ آسان راژس مُدےٚ گنڈتھ

(وُچھان تیمہ چھےٚ وۄپھٕ گژھان وَنان)

رانۍ ریٚنیتر - رانۍ!!! یہ کیشاہ؟

(رانۍ تِمَن دۄشوٕنی تشویشہ سان وُچھان)

رانۍ ریٚنیژ (۱) اوہ رانۍ!! سون یاوَن گوٚ!

رانۍ ریٚنیژ (۲)۔ اوہ رانۍ سون روٗپ گوٚ!

رانۍ ریٚنیژ (۱)۔ سون ساز گوٚ

رانۍ ریٚنیژ (۲)۔ سون راز گوٚ

رانۍ ریٚنیژ (۱)۔ اوہ رانۍ اوہ!!

رانۍ ریٚنیژ (۲) وا سے رانۍ - وا بے!!

رانۍ - (شرارتہٕ سان کَرکھ دِتھ) مگر کیا ——— ؟

رانۍ ریٚنیژ (۱) رانۍ! چانہٕ گۄنٹرٕ منٛز چھےٚ اَکھ سفیدوال آمت؟

رانۍ - کیا ——— ؟

رانۍ ریٚنیژ (۲) رانۍ چانہٕ تیٚلہٕ دار گۄنٹرٕ منٛز چھےٚ اَکھ بُڑوال آمت؟

رانۍ - کیا! میانہٕ گۄنٹرٕ منٛز چھا سفیدوال آمت؟

رانۍ ریٚنیژ (۱) مہاراج۔

رانۍ - کیا بہٕ چھُس بُڑیومت؟

رانۍ ریٚنیژ (۲)۔ مہاراج۔

رانۍ - کیا میٚنۍ راوٕ جوانی؟

رانۍ ریٚنیژ (۱) مہاراج۔

راز۔ کیاہ بہٕ چھُسہٕ شٔکھس گومُت۔

رازٕ ریٚنہٕ (۲) مہاراج۔

رازٕ۔ کیاہ بہٕ چھُسہٕ کمزور گومُت؟

رازٕ ریٚنہٕ۔ مہاراج!

رازٕ۔ (ہیٚچھہٕ آواز منٛز) کیاہ بہٕ چھُسہٕ موتس کھوتہٕ نزدیٖک۔

رازٕ ریٚنہٕ (۲) مہاراج۔

بوٚڈ وزیٖر۔ رازٕ! یہ کوٚسہٕ کتھ چھےٚ۔ پرٛتھ انسانس چھُ وٲنسہِ منٛز گژھُن وِزِ سفیٖد وال پیوان۔

رازٕ۔ مگر تہِ کیٛتہٕ کتھ بنہٕ؟ بہٕ چھُس رازٕ۔ میانہٕ حکمہ ورٲے ہیٚکہٕ گژھِتھ کٲنٛسہِ ذرہٕ اژتھ۔ بہٕ بوٚد دوٚسے یژھ کرٕ ہینہٕ دوشوٚسے پیٚٹھہٕ کرٕکھ مہ چھِن دوہن منٛز ہیٚند تہٕ سوترٕسے وکھ کرٕن بے وکھ تہٕ میٚنہٕ پیا گوٚنٛژھ منٛز سفیٖد وال تہٕ میٚنہٕ آسہٕ نہٕ خبر سے۔

رازٕ ریٚنہٕ۔ رازٕ! سون کیاہ سۄ گژھِتھ۔ تُہۍ گوٚکھ ہینگہٕ مشکہٕ بڈِتھ۔

رازٕ۔ کیاہ۔ بہٕ چھُسہٕ پرٛو پاٹھۍ بُڈ یومُت۔ ہاں۔ ہا تُہۍ بُڈ یوسہٕ؟ اے بُڈ وزیٖرا! ون گاٹہٕ وٲنس واپس حاصل کرنہٕ خٲطرٕ چھا کانٛہہ تدبیٖر تہٕ ترکیب۔

بوٚڈ وزیٖر۔ سرکار! یہ ہیٚکوٚ گُزشتہٕ حساب کتاب بیچہٕ رجسٹری منٛز نظر دِتھ وُنِتھ۔

رازٕ۔ آ۔ قبل دِ نظر سوٚن؟ وُنہٕ چھُکھ یہ وُچھان!

(ہکہ پیوان رجسٹر ہیتھ عَلَم بردار وٲتھ
بوڈ وزیر دِوان تھتھ نظر)

بوڈ وزیر۔ سرکار! چھنےٚ ترکیب چھ دِتھ۔

راز۔ اچھا! (خوش گژھتھ) واہ! واہ!! چَل وَن۔ چَل۔

بوڈ وزیر۔ (وَرق پَران) یوٚدوَے گونہِ منز اَچھ نِکن بُڈِ وال نوٚمتھ دار
گژھن تیٚلہِ گژھ شہر کُنہ تجربہٕ کار نٲوِد سٕن اَچھ کڈنا وُن بلکہ
خیال گژھِ تھاوُن زِ دُ کاری گژھ نہِ شٔشٕرِ و آسنہِ۔

راز۔ واہ! واہ!! یہِ چھُ آسان۔ یک دم اَنُن تیٚلہِ نٲوِد۔

بوڈ وزیر۔ مگر سرکار تیم کتہِ ین۔

(رجسٹر ہیتھ عَلَم بردار نیران)

راز۔ کیا زِ؟

بوڈ وزیر۔ سرکار تُہُنٛد حُکُم تہٕ ارمان چھُ زِ مَس گژھ نہٕ کانٛہہ کاشُن۔
اصلاح گژھ نہٕ کانٛہہ کرُن۔ لہٰذا اچھ ساری نٲوِد بےکار
سپدی میتھ۔ تِمو چھُ ہرٕتال کوٚرمٕت نیہ ہی وُنُوٚ نازِ ساری
گژھن ہیپی آسنہِ۔

راز۔ (خوش گژھتھ) آ۔ آ۔ ہیپی۔ واہ۔ واہ ہیپا۔ ڈِنُو ساری
گیٚوِو ہیپی سانگ۔ ڈولہِ والین دِیو آلوٚ۔ سورنے والین دِیہ
ناد۔ تاسہِ نے والہِ اَنیوٚکھ تہٕ گیٚوِو ساری۔

راز۔ (گیوان) ہیپا ہیپی ہیپی۔ سورُے سمسار ہیپی۔

(باقی سأری تہٕ گیوان تہٕ نژان راز سن
ٲندی ٲندی)

رازٕ ریٖنہ۔ ریش دراز ہاپی۔

باقی۔ ہاپا۔ ہاپی۔ ہاپی

رازٕ۔ جَنٛڈٕ تہٕ ٹوٗپ تھٕ ہاپی

باقی۔ ہاپی۔ ہاپی۔ ہاپی

رازٕ۔ نبتھ نشی ہاپی۔

باقی۔ ہاپی۔ ہاپا۔ ہاپی

(رازٕ سپدان خاموشی سان دوٗز تھ
ہیوٚ گڑھان تہٕ سارٕے ہنٛد نژُن وُچھان)

باقی۔ (نژان تہٕ گیوان) ہاپی ہاپی ہاپی۔ ریش دراز ہاپی جَنٛڈٕ تہٕ ٹوٗپ تھ
ہاپی۔ نبتھ نشی ہاپی۔ ناگہ بب ہاپی۔ ہاپا، ہاپی، ہاپی۔

رازٕ۔ (کرٛکھ دِتھ) خاموش!

(نژُن تہٕ گیوُن گژھان بند۔ سأری
گژھان تیٚز کرِتھ کرٕ ہوک پننہِ پننہِ جایِن
بیٚہتھ)

رازٕ۔ (بجہ تہٕ وَدِ وِنہٕ آوازِ منٛز) میٚون سفیدوال! کانٛہہ اکھ تہٕ نأوِد
پی نایوٗ۔ بہٕ چھُس پوٚرٕ لگاونُک شوق۔ ـــ تہٕ ـــ تہٕ ـــ تہٕ مرٕ ـــ
(بےٚ ہوٚش گژھِتھ پٲٹھ نأوِد ژٲنان)

ناوِد - مہاراج! توہہ کوٗرو وسیہ ٹہٕ باتھ (اُسس ٹھوٗپ دِتھ) سرکار
ناوِنی دِیو، بہٕ ناوِد یاد۔

رازٕ - ژٕ کُس ساہ چھکھ؟

ناوِد - جناب بہٕ چھس اَتہٕ گنڈتھ وَتہٕ گنڈتھ اصلاح خط ژورِتھ خط
تہٕ روہہِ خط ناوِد۔

رازٕ - اَسلٕ!! وانکہ لشٹھرِن سوٗمب اِنسان تہٕ پیٹھ بیٹھ ہیو رتام ناو۔

ناوِد - سرکار! بہٕ آس ییٚنہٕ ہِنہ ناوِد بایِن گُھٹس ہرٕ تال پھٹرِتھ یوٗر۔

رازٕ - گوٚ ژٕ ہمٕن نِش غدار تہٕ اُسہٕ نِشن نابکار۔

ناوِد - نہ جناب! بِلکُل بکار۔ بہٕ کرا ژٕہنز کانہہ خدمتھ۔

رازٕ - بڈٕ وزیر۔ یمِس۔ کیا چھس ناو۔ آ۔۔۔ خوش کیتھ ناوِدس
آ دِ خدمتھ کرنہٕ۔

بوڈٕ وزیر - ہو باداہ۔ بوزو!

ناوِد - ناوِد جناب ناوِد۔

بوڈٕ وزیر - ٹھیک چھُہ۔ بوزا! ساگرِنس یمِس رازٕس چھُہ تیٚتھہ دارِ گوٚنزٕرِ ہنز
اَکھہ سفید وال اچانکن نوٗمۆدار گومت۔ یوٗہے چھُہ کڈُن مگر ژینچ
گژھہِ نہ شیٚشتر و آسنہٕ۔

ناوِد - بس یہے چھا بڈ کام۔ پرٛتھ کانہہ چھس بہٕ دوہس منز شیٚٹھن
اَکھاہ موہ کلاوان۔ اَکھہ سفید وال کیا۔ دُنکھ ہیٚکہ تہٕ دٔہہ گوٚنزٕرٕ
اَنِن ہُلے کڈِتھ۔ دٕ چھہ سون ژھنگٕل ہینگ سوالیہ نِشان۔

(اَکھ بوڑ سوالیہ نِشان ہاوان)

راژٕ ۔ سوالیہ نِشان ؟

ناگُود ۔ آ جناب سوالیہ نِشان ۔ یِمہٕ منسٹرَن تہٕ وزیرَن بُتھہ پیوان
تِہُم بہان ہُرِتھ ۔ یِتہٕ چُھکھ بُرٕزِ بٹَن یا نے کلرکَن ہِنٛز ماتحتی
پہچان کرٕنۍ ۔ خبر آسہٕ ونٛس ۔

راژٕ رِینٛہ دٕیِ ۔ نَہ ۔ نَہ ۔ بہٕ دِمے نہٕ یہ اوزار استیمال کرٕنہٕ ۔

راژٕ ۔ ہتےٚ لُوچھ ! کھوژان کُنہ چھکھہ ؟

راژٕ رِینٛہ (۲) نَہ نَہ یہ اوزار چھُس نہ استیمال کرُن ۔

راژٕ ۔ ہتےٚ کاہُتی ! وسواس مے ہتےٚ ۔

ناگُود ۔ مہاراج ! تُہنٛزَن نوٚکَن زنانَن چھا کانٛہہ اعتراض ۔

راژٕ ۔ ہَتہ ناگُود داہ ! مےٚ کموٚ زنانہٕ چھےٚ ؟

ناگُود ۔ ییمہٕ نہٕ ؟

راژٕ ۔ ییمہٕ چھےٚ یِتھے مےٚ سیتۍ سیتھ روزان ۔

ناگُود ۔ نہٕ حرم خانہٕ چھ زنانہٕ ۔

راژٕ ۔ ہتا مےٚ نا تہنٛدِ ناو تام یاد ۔

ناگُود ۔ تتیٚلہِ کمہٕ ابہٕ پنٛنہ وِہ ستہ کاٹرۍ ہُشت مُظاہرٕ تہٕ نِمن سفید وال
یک مُشت گنٛدِتھ ۔

راژٕ ۔ پلنٛگ ۔ بلکل ۔ مگر یاد تھاو یِمہٕ میٹیاُنۍ واٹُس گٔیہِ ۔

ناگُود ۔ مہاراج ۔ تُہۍ چُھو ونُن یِتھ اُنٛس بُرُن نہ کٔیہ ۔ یِمہٕ سوالیہ

نیشان نما اوزارچ کیہ کوو تراوِ وگرڈ دٔنہٕ منز بہٕ دِمس وڈسیہ تہٕ سفید وال پیپہ نمبر نیرِتھ۔

(رازٕ سوالیہ نیشان ہیٹس منز تھاوان
لوٹ ژٹان تاگود اکھتس منز تہٕ رازٕ دوعہ تھان
تھوٗد)

رازٕ۔ بلکل۔ ژٕ تۄہِ ودمے یہ کوو ہیٹس منز۔

(رازٕ وُچھان اُتھس منز)

مگر یہ کتھ چھ مے بٔڈ شُبہ کٔنہ بتا کہ مے ہیوٗ ہیٹس منز کوو تراوِتھ ہیٔا بہٕ ما زانہتھ ینہٕ تہٕ؟ ژٕ کیا زِ میانے ہیٹہ منز کرٕ کرِن۔ یٕمہٕ چھکھ ینہٕ بہٕ؟ (شرارتہٕ سان) دوٗر گرٕ تھ مے نش۔ مے چھ کھوژنا وامہ سوالیہ نیشانہٕ سیتی۔ بہٕ تراوِ سے یہ اوزار ہیٹس ڈسیہ دِمے تہٕ ختم نممتہ کرِتھ۔ دفا گژھ مے نشہ۔ نیرکھ یکتہٕ لاسیے یہ اوزار کلس۔ وُنی نمتہ ختم کرِتھ۔ اتھ وُچھ۔ آ —
آ — آ ——

(رازٕ دوان سوالیہ نشانس وڈسیہ تس
نیران اُچھ پھٹِتھ تہٕ! اُتھی سیتی ییان
تختس پیٹھ لایتہٕ۔ تاگود ژلان)

رازٕ ریٖنہٕ۔ ہیتہٕ واے!! ماہراجس کیا ہُشہ یہ بییہ اُمی کیہ پور باد۔

(رازٕ ریٖنہٕ چھ شیچہ کٔرِتھ پیوان تہٕ سیٹھ ورکر

چھہ اَکھ پرد پہچھ اژان۔ پرژس ژھایہ
چھُہ میک اپ وول اژان شہ چھُہ رازس
میک اپ بدلاوان۔)

گیاڈِلی۔ ماگُن! اسے ماگُن!! رازِ مؤد!!! بچیہ مؤد!

ماگن۔ تہٕ ژتے کیاژ چھُے پھیران۔ اُسو ساڑی چھہ صرف اکہ لٹہ مران یہ
چھُہ راز۔ اَوسے چھُہ لٹہ لٹہ مران۔ ژھعو پیٚہ کرُمتہ روز دچھان
کیا سپد ——— آ ———

(ریشتھ گرین تہٕ واپہ گرین ہُند کورس
اژان۔ راز پینہ تہٕ کورس وان وُنان)

یتی ہتی دیٚد مالہ تہٕ اوثہہ اُثہہ اُثہہ
کرُل کرُتھ اَچھ جورٕ اوثہہ اُثہہ اُثہہ
شیُر ڈیشتھ کن جورٕ اوثہہ اُثہہ اُثہہ
راز گیتھ پیٚڈ زنیتہ اوثہہ اُثہہ اُثہہ
اُدیٚل شُتہ پوٚش زنیتہ اوثہہ اُثہہ اُثہہ
دہس روزان سیوزنیتہ اوثہہ اُثہہ اُثہہ

ماگن تہٕ گیاڈِلی۔ یہٕ تہٕ بُتا پہٕ پوٚناڈ مرے شوکھ تہٕ ماتم گرکرے
اے وزیرو! ژھعو پیٚہ وہ نِ ترااَوو۔ دربار بُلاوِو ماتمک
دربار بُلاوِو ماتمک دربار بُلاوِو ماتمک

دربار کہ آدمہ آدمسہ آکرہ دان

مہاراج! تُہنٛدۍ اَتھ چھِہ پھَمبہٕ ہِوۍ سٕی ہیوٚ

مہاراج! تُہنٛدۍ اَتھ چھِہ کھٔتنہٕ دوٚدٕ گل ہیوٚ

مہاراج! تُہنٛدۍ اَتھ چھِہ نارٕ تیٚو لٔچِکل ہیوٚ

راز۔ اُنھہ! اُنھہ!! یِم میٚیانۍ اَتھ کمۍ آسۍ گنٛڈۍ یمٕتۍ؟

راز رینہٕ۔ مہاراج! تُہنٛدۍ اَتھ چھِہ آزاد۔

راز۔ نہ۔۔ نہ۔ کمۍ تام آسۍ میٚیانۍ ہَڈرۍ گنٛڈِتھ تھٲوِمٕتۍ۔

بوڈ وزیر۔ مہاراج! یہ چھُہ غلط! تُہنٛدۍ اَتھ گنٛڈِتھ ہیٚنہٕ کٲنٛسہٕ۔

راز۔ ژٕ چھکھ غلط وَنان۔ کمۍ تام آسۍ میٚیانۍ کھُر نہ گنٛڈِتھ تھٲوِمٕتۍ۔
اوہ! وونۍ چھُس بہٕ آزاد۔ ہی۔ ہی۔ ہی۔ بہٕ ہیکہٕ ہینہٕ مرضی
موجوب پکِتھ۔ نیٚرِتھ۔ ژٔرِتھ۔ گیٚوِتھ۔ وُچھتھ۔ بوزِتھ
ژُھٹکھ ہیوتھ۔ کھیٚتھ۔ چیتھ۔ نہ۔۔ نہ۔۔ بیٚیہ۔

بوڈ وزیر۔ مہاراج! بیٚیہ کیا؟

راز۔ (شرٕ پیٚنٛدٕرٕ پھٔٹِتھ) بیٚیہ نہ کینٛہہ۔

بوڈ وزیر۔ اوہو! مہاراج!! رِوایتھ پانٛژھن رسم کرِتھ تراوُن پیوٚ۔

راز۔ ٹھیک چھُہ۔ وٕنۍ رِوایتھ۔

بوڈ وزیر۔ سرکار! اَمِس شُرِ پتُن پان وُچھنکھ رسم کرُن پیوٚ۔

راز۔ راز رینو۔ وٕلو۔ کھوٚد دوہ تھٔنس منٛز دِیو مُبارکھ۔ آ۔۔۔
کیا بہٕ چھُسا دوہدٕ دِنۍ؟

بوڈ وزیر۔ مہاراج! توٚہۍ چھِو اَمِس بڈٕ تیٚہ کُنہٕ دوہدِنۍ۔

ماگنؔ۔ ییمہ وَتہ۔ ییمہ وَتہ۔ ییمہ وَتہ۔

(سارینے پکہ ناوان تۂ راز مس تتہ ژھوپ
وزیر (۱) بشرونز لوٗٹھرز کڈان۔ ژھوپ
وزیرس کھر گرژھان لوکن کن بیٹھے کنو
سارینے گرژھان اکہ اکہ نزپت ہانکل
لوٗ ماتز کئنہ ڈن اندوانہ)

رازٕ۔ (ژھوپ وزیر (۱) کس کن) شاباش! کیٚہہ جبادی ہانکل۔
اڈول!!

ماگنؔ۔ راجاجی راجا!

رازٕ۔ دوپکہ نشس دوزت دوٗر یرزا! کیاہ چھیٚے وَنن۔

ماگنؔ۔ سرکاری دفترن ژوٗر ٹرادیاو۔

رازٕ۔ کیا! سرکاری دفترن ٹرادیاو ژوٗر۔

ماگنؔ۔ (راز رٹینہ (۱) کن ہاوتھ) ازتن پترمن ماسترن پیہ چھیترہ
نوکری دیاوتھ۔

رازٕ۔ کیاہ! برشتہ دارن نوکری دیاوتھ۔

راز رٹیمز (۱) نہ۔ نہ۔ نہ نہ۔ ہرگز نہ۔

رازٕ۔ اچھا ینہ چھا سیدان۔ کمہ وَتہ۔ کمہ وَتہ۔ کمہ وَتہ۔

ماگنؔ۔ ییمہ وَتہ۔ ییمہ وَتہ۔ ییمہ وَتہ۔

رازٕ۔ شاباش چھیٚے پوشہ ماٗلی۔ کیٚمہ جبادی ہانکل۔ اڈول۔

مالگن۔ یِیمہ وَنِتہ۔ یِیمہ وَنِتہ۔ یِیمہ وَنِتہ۔

راژ۔ شابش چھُکھ ہی مالی۔ گیٔیہ حاضری ہاٹکل۔ اوٗن۔

مالگن۔ راجا جی راجا!

راژ۔ پَرٕھ کَس بیٹھ چھِے پرزا۔ کیا چھُکھ وَنُن۔

مالگن۔ سنگرو پیٹھ کنہ ژوٗراہ آو!

راژ۔ کیا۔ سنگرو پیٹھ کنہ آوا ژوٗر؟

مالگن۔ (ژھوٹُی وزیر(۲) کنُن ہاوِتھ) ناقابِل کوٹھ دار بناوِکھ۔

راژ۔ کیا ناقابِل بناوِکھ کوٹھ راژ۔

ژھوٹُی وزیر(۲) نہ۔ نہ۔ نہ۔ ہرگز نہ۔ ہرگز نہ۔

راژ۔ اچھا شنگرن ہِندِس تھوٗنگرس کھسیاوکھ۔ کمہ وَنِتہ۔ کمہ وَنِتہ۔ کمہ وَنِتہ۔

مالگن۔ یِیمہ وَنِتہ۔ یِیمہ وَنِتہ۔ یِیمہ وَنِتہ۔

راژ۔ شابش چھُکھ بلو وزیر! گیٔیہ حاضری ہاٹکل۔ اوٗن!!!

مالگن۔ راجا جی راجا!

راژ۔ اَسہ وِنی تہ لشبہ وِنی مشاوٗنی پرزا! کیا چھُکھ وَنُن۔

مالگن۔ اکہ بیدارِی ہُنز ژوٗراہ ژاو۔

راژ۔ افسوس! اکہ بیدارِی ہُنز ژاواہ ژور۔

مالگن۔ (گُپالہ کُن ہاوِتھ) شاگِرن نِیکھ شار ژوٗرِ۔

گُپالُو۔ نہ۔ نہ۔ نہ۔ نہ۔ یہ چھُ اپُز۔ یہ چھُ اپُز۔

راژ۔ اَچھا! شاگرن تہ ہُنز کھاہ ژوٗر کُرُن۔ کمہ وَنِتہ۔ کمہ وَنِتہ۔ کمہ وَنِتہ۔

(کورس نیران - باپتھ ساگری راژس أندر
أندر وۄتھ دِنی روزان واوِج واو تہٕ گگرٕ گاہ
گژان تہٕ وار وار گیوان )

ساگری۔ دوہ تاریٚ زۆمتس پتھ سمسارس کۆر تقسیم برہم وِبۆد را
بانکُھ اسیہ یاوُن چھوۆھتھ رسمن کُوٚرمُتھ پژ پارا
شکلہٕ ژ سو تیٚدر عقلہٕ ژ کَوٚندر ڈیشنٕ پتھ زاوی جارا
پَتہ نی ژھاپہ ژ کھوٚژھتھ روٗدُکُھ مرنس تتہٕ نیٚ چارا
سمسار برہم بانژر گا را ....

( گیوان مر گژان تہٕ بوٚڈ وزیر سارٕ تہٕ ونان؟

بوٚڈ وزیر۔ درباریو تہٕ وزیرو !! اسہِ پیٚٹھ چھیٚ وۄنی اہم ذمہ داری عاید
سپدان ۔ چونکہ بیہ اولاد راژ سپدِ مرنکہ پتہ ژھکھ تکلیف چھیٚ اسہ
برداشت کرٕنی تاکہ عوام گژھنہٕ محسوس کرن ز شہ کیا سپد گمہ
رکنہ بتیم۔ لہٰذا پیٚز اسہ قرارداد پاس کرٕن۔

( ژبر تہٕ قلمدان ہیوتھ علم برداراژان )

ژھوٚٹ وزیر۔ جناب قرارداد ن پیٚٹھ زبر چھیٚ ہاجر نژ قلم تہٕ لیکھو
قرارداد۔

بوٚڈ وزیر۔ ٹھیک چھُ ! نیٚ یوٗتہٕ راژ شد بے موقع تہٕ بلا وجہ مرنک ہوکہ
چھُ اسہِ وزیرو پانہٕ واتی باگراد تاک امداد کرٕمت - یتھ زن نہ
عوام تہٕ ژیتھ یہ زانن ز ژھم کیا چھ بتیم گاہ ستہ - باقی ییٚہ آینہٕ

تہٕ مےٚ سیتی۔ مےٚ پرزٕنووٕکھ تہٕ تہٕ زانہہ! مگر شہرٕ وٕنی کینٛہ
ژراوٕکھ نہٕ بہ زٕندٕ۔ مےٚ چھےٚ میقراضن اَکھ کینچھہ۔ اَمی سیتی
کرٕ سے ٹانکہِ ٹُکرٕ۔ دوٚ جوٗد نیٚےٚ ختم کرٕتھ۔ دٕ چھ پیتھ کٔنٛہ۔ ہنو۔

(راژٕ بہٕ یتھ ژرٕ تات۔ اَکھ سیتی راژٕ بنتھو کنو
پوان لاینہٕ تہٕ فرینس اپاریکہ پیوان زٕمتہٕ مرٕ

سائری۔ ہےٚ افسوس! یہ کیا!! افسوس۔ یہ گوٚ ناکارٕ۔
راژٕ رٹینہ۔ مہاراج! ہوشس پیو؟ حرم خانکٕ اَنہٕ پھٹ۔
بوڈٕ وزیر۔ دربارٕ ہو۔ حرم خانکٕ اَنہٕ پھٹ۔ ہےٚ۔ ہےٚ۔ ہےٚ۔ اپاری مہٕ کیچھ
پیمن شیشہ کھنجن پیٹھ مہ ژراو کھعہٕ۔
(درباری دوران وٕنگو مٹرٕ کھ پوان)
درباری۔ بوڈٕ وزیر۔ بوڈٕ وزیر!!
بوڈٕ وزیر۔ کیا سائٕ دلیل چھےٚ۔ تہٕ کیا زٕ بتھ نحقر بومت؟
درباری۔ غضب چھ سپدان۔ تباہ۔ برباد۔ فناہ۔ خونٕ خرابہ۔
بوڈٕ وزیر۔ کیا سائٕ۔ کیا چھُہ سپدان؟
درباری۔ عوام۔ جناب عوام۔ ٹکہ۔ ٹکہٕ اَرسانتھ چھُہ۔ بوٗرٕ کھ پکان—
پھانکھ پھُشہٕ راوٕکھ۔ دفتر نہٕ ہناوٕکھ۔ راژٕ مندورٕ نہٕ ہینٛہٕ
ڈیڈٕ لہراوٕکھ۔ بَر پھُشہٕ راوٕکھ۔
بوڈٕ وزیر۔ دلیل کیا چھےٚ۔ فوج کتہ۔ سپاہ کتہ۔ پُلیس کتہ۔
درباری۔ پُلیس تہٕ فوج گوٚ ہمت رُکاوٹس منٛز ناکام۔ دٕ چھو۔ بوزٕ شور۔

# حرم خانک آئینہ

آو گنڈنہ چہ لگڑ ۵ جولائی ۱۹۴۴ء شاہ ڈرامٹک کلب، نواب بازار کہ طرفہ ٹیگور ہال سرینگرس منز گنڈنہ۔ مہمانِ خصوصی اوس شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

| کردار | کام کرن وألی | |
|---|---|---|
| مائگن | خورشید سجاد | باقی : |
| گیاکی | شاہین نقشبندی | عبدالمجید۔ محمد شفیع۔ شمس حسام |
| دربأری ۱ | شکیل احمد | ظفر احمد۔ محمد اعظم۔ پران پیاری |
| دربأری ۲ | علی محمد ساگر | منگت کوربالی۔ |
| بڈ وزیر | پال مضطر | میک اپ : |
| راز | عبدالحمید | ہردے گرٹو |
| راز رأنی ۱ | بھارتی زارو | پس پردہ : |
| راز رأنی ۲ | پرانا شنگلو | غلام نبی بابا تہٕ مبارک گل |
| ژھوٚکٕ وزیر ۱ | محمد اشرف فدا | گاش : |
| ژھوٚکٕ وزیر ۲ | یعقوب مظفر | عبدالغنی |
| ناگود | نذیر احمد بے نظیر | پوشاکھ : |
| علم بردار ۱ | محمد صدیق | محمد اشرف فدا |
| علم بردار ۲ | نثار احمد | ہدایت : موتی لال کیمو |
| | | معاون : مبارک احمد گل |

●  ●

# کائثسہ مارو و مُرت؟

# ہے کیشاہ گوم!

# کردار

(۱) مسخرہ
(۲) داستان گو
(۳) ڈاکر بوب
(۴) ڈاکیہ ڈول
(۵) گوڑا
(۶) گڑوس
(۷) گڑپسو گوڑ
(۸) لسیہ
(۹) آچیہ
(۱۰) کاکھ
(۱۱) موتیر
(۱۲) ماگن
(۱۳) چھان
(۱۴) فاگدر
(۱۵) رادھے
(۱۶) جمادار
(۱۷) افسر
(۱۸) حاکم
(۱۹) ششرو
(۲۰) زناٹو - وتون واجنیہ
(۲۱) بانڈ تہ سعہ رنیہ وآلہ
(۲۲) گاگی پتہ شہری
(۲۳) کہار تہ باقی

●

مختلف رنگہٕ پیٚشکش، یِمن پیٹھ مختلف رنگہٕ عمل پیہِ پیش
کرنہٕ۔ ناظر گژھہ تیٚشنہٕ یادٕ شیٚپُن زِ نیٚتہٕ ڈراما چھُ اکس
مُکمَل کامس منز مختلف مُقامن پیٹھ گنڈنہٕ یِوان۔ یِمن
مختلف جاین ہُنٛز ترجمانی کرن مختلف رنگہٕ پیٚشکش یوٗدوٕے
ڈراما سٹیجس پیٹھ اَسہِ پیش کرٕن۔ نیٚتہٕ چھُ یہِ داستان پَتھر
کھُلِہ مادانس یا کُنہِ آنگنس منز گنڈنہٕ خاطرٕ آمٕت لیکھنہٕ
یوٗدوٕے کُنہِ ویز ڈراما وُچھن والین بیٚنہ جایہِ چھیٚشرٕ تہٕ
کرن پرواے چھُنہٕ۔ تہٕ کیازِ ماحول یادٕ کرنہٕ موکھ ہیٚکہِ
تہٕ مجبوری تہٕ اَسِتھ۔ جو کانٛہہ ناظر یادٕ کرن چھُ ضروٗری۔

(۱)

ڈراما لَبہٕ گوٚڈٕ مسخرٕ شیٚدا اَسنہٕ سیتی
مسخرٕ پیٚشکش منٛزی منٛز یِوان۔ زٕنیٚتہٕ
آو کُنہِ کامہٕ کوچہٕ یا محلہٕ منٛزی۔

مسخرٕ: ہاہاہا۔ کیٚشا مٲ۔ کیٚشا مٲ۔ زانہہ شنز و تُہی بَتہٕ نیٚپس اَسہٕ نس؟
کیتھ اَسِہ کرٕ سیتٕ! مٲنز اَسُن! ذرٕ اَسُن! ملہٕ اَسُن! ڈبل پراٹھ

